# کلامِ عارض

موسوم بہ

## وُزہِ ملہ

حِصّہ اوّل

عارض
کاشمیری

# غزل نمبر (۱)

دلدارہ لولہ باغس میانس بہار چہ نوی
یمبرزلن چہ چشمن حسنک خمار چہ نوی

ونہارہ بوزہ ناوان بیون بیون ترانچانی
بے چارہ خستہ بُلبُل قدمن نثار چہ نوی!

نازُک بدن پریرو کمر جوانِ رعنا
تصویر روی دلبر در پردہ کار چہ نوی

اُفنایہ زُون تارک ژلہ لارہ کس چھیہٕ ژھانڈان

تا دورِ روزِ محشر چھُوک انتظار چھٕ نُوی

لیچھ ناوہ چھُوم تمنّا قدمن فدا اژہ شُوبی

دِل داغدار میونوی گُلِ لالہ زار چھٕ نُوی!

مُفلِس مزُور بیکس وارِث ہم کمِس کُن

کس تیچھ کمُت چھُو فلو اسرمایہ وار چھٕ نُوی

اُستادہ چانہ بر تلِ دست بستہ کُس چھُو پرارن

شیرین کلام عارض خدمتگزار چھُو نُوی

# غزل نمبر (۲)

اِشارہ چھ چلنے قرار اُم ژہ عیش و عشرت مِنہ بےقراری

مِہ کُرٕ فقیری ژہ پادشاہی بو مُفلسی ہیتھ ژہ تاجداری

قبیلہ تراوِتھ ژہ نیچھ بو دراَلیس شرم ملامت تُجِم ندامت

مِہ ژھہ تہ محبّت ژہ دی تہ نفرت مِہ شتھرہ گیلن ژہ راض ساری

قصور کیاہ چھوم خطا کُھتم کیاہ بلایہ لگیو وفا یہوی چھوا

ژہ دُورہ زاگان تنِ تہ ہا ترن مِہ خشمہ لوسم ژہ پرارِ رای

مه دوه کوهسټ ژه تازه باوُن مه سُورلمُت ژه باغ پهلُمت

ژه خال شُوبان گُلاب وئیں گُلاله پانس مه خُون جاری

ژه شوقه شاهی لباس لاگتِ شهانه درامُت نین نشکارے

ئے
خیاله چاپه سینه دُرِت مه بُرونٹھ پکنیج کرم نیاری

دلس اندر جهُوم تُوی تمنّا ژه میانو مجنُون بو چان لیلیٰ

ژه اوره مس خنچه مه نُه وُٹھس کتھ ژه آئی هر فنی مه دم شماری

کمانِ ابرو کمندِ گیسو لا اندر اوت سمت جهه مه هر دو!

به خسته عارض شکار ڈنیشت شکار آمت ژشت نو باری

# غزل نمبر (۳)

اے چارہ گر راتھاہ ٹھہر پیمانہ لولک نوش کر

بینہ کن بری کانہہ فتنہ گر دُر دانہ یار وہوش کر

رَہ یان سادِت تھاوِ یُو افسانہ لولِک باوَہ لیہ

دیوانہ دِل پید اکرم نوِہ انقلابکُ شور وشر

کُن ٹوٹھ زُو سر مایہ چھوم بدہ نس بوتھاوس پیشکش

انزراوہ پانے یارہ متومیہ عشقہ نیایگُ دردسر

یم نارہ پستان نازہ گُل تھرہ یاونس فول بُلبُلو
شکر برت نابدتن شیرین چھایانیٔ شکرٕ!!
پروانہ پھیرس گُلشنس بُلبُل گلن منزون دِمٕس
گُلمرگہ چھہ نلہ ناگ چھہ ژوی ڈارہ چھہ یاپوٗشکر
شرٕ چانہ بدنومٕ شموِیس پیرن فقیرن نِش کیٔس
ژہی بیمارٕ نہ پانٕگ چارہ گرٕ ژہی بیمارٕ نہ بدتنگ ڈاکٹر
ینہ حورہ عشقُن برمہ لگم ننیوٗنہ پردٕ پوٗنش ژہنس
معبوٗد سُند دامن رٹم محبوبہ سینم جلوہ گرٕ
مستانہ دِل ہیت آرہ گوت عارض دِوان لولک دکھ
جانانہ روزیا بے اثر زخمی دِلن ہُندا آہ سرٕ

# غزل نمبر (۴)

یارہ مَتِس خُمارہ ہتِس پان ینِنُ فِدا کریوم

روزہ دَھرِت نماز پرٕنٕ الغرض ینِنُ خدا کریوم

زُونہِ وُچھِم زہ دُورہ کِن خنندہ کران نارکَن

نورِ خُدا چھو بے نقاب پُورِ ینِنُ فِدا کریوم

یورہ وَنوی مِہ لولہ سان کمیوٗژہ یارہ کَن بَری

گوشِن تہُوت نہ دُون کتھن وَنتہ مِہ کیا خطا کریوم

چُونہِ جران سُو لُو ٹھہ یار وال کنن مہ رو برو
بستہ گمُت یہ خستہ پان زُلفِ خمس عطا کرُیوم

ملکِ خدا چھِو لالہ زار لطف چمن چھِو یار مِیُون
سُرمہ اچھن فُچھِت خمار منیزہ نمن صدا کرُیوم

پادرِ ٹم قلندرن دشہ گنجم زیارژن
زیرِ نظر رٹِت سُو یار وقتِ سحر دُعا کرُیوم!

شوق گُلگ چھِو بُلبُلس چون انار عارضس
خونہ لگھِت یہ سوزِ دِل شُکرِ خدا ادا کرُیوم

# غزل نمبر ۵

دُورِ دُولے ژُورِ کرِنم اک نظر تل ٹارِ ئے

کیا خبر چھم بے خبر پاپٹھ کرِم کرم بمبارِ ئے

چانہٕ براندِ ج لرِژھ تُحجم تعویذہ کرِ ناوِم گلوُ

ازکُنم سرمایہ حُسنک مول شرم لاچارِ ئے

پوشہ مُت لو کچار موکلیُوم چانہ برتل ڈانبلو

سورگہ حورے سُرمہ چشمو خون دِل چھوم جاسئے

چانہ نیبہ چھُس انتظارس خون چھکو دم وتن

لولہ سینس لیلہ چھم آہر پزہ زخمن لارئے

بالہ اندری لولہ زرہ چھم کیاہ کرِ م عاقل حکیم

چانہ درشنہ تپ زلم لالو یلیم بیمارئے

تارکن منز رُون چھس سمسار پزہ لان سبیت میانہ

داغ جگرس چھوم یہ چانوی کُس کرِ م غمخوارئے

دارہ بردت راتس کُس ڈان لولکِ دکھ

حسنہ عارض دُدلد شاید وچھوم انہارئے

# غزل نمبر (٦)

پیچانہ زلفن شانہ کرت میون مُدا دار
جانانہ اکی جلوہ کرت ہر نہ گرفتار

تلوار بُمو چشمہ ہتیو کھش بِہ کرت گُوک
نوہ زنمہ آسُت میون قاتِل بُرُون تنبر دار

آو یُل تنہ زاو یُل چون کمر زلفِ خمیچ تار!
شمشاد قدس تیھو نہ گو بی دورہ کنگُ بار

اَلّٰارہ کرم چپانہ باپت مالہ گلابَن!

کتہ وانِ گیم آدبوزم وانہ مدنوار

نندْ بانہ طالع وارہ بوچہس بندہ ژہ چہوک شاہ

گردشِ زمانگ میوُن دشمن چون طرفدار

خاموش کھِٹہ بوُش لٹہ میون جگر گوش

کُس گوش لٹہ سروچمن میوُن فداوار

لالہ وان وانتم ضرب جگر نارہ لُسرہیوُ!

بے عارمتیو کرتہ فراسیانہ زوُک عار

آرام رُوُم رام ہے ستیتا[٣] بہ رُوشتِ گوم

مہارانیہ کرُوم رام راجس دُورِہ نمسکار[٣]

بلہ دِل پھٹِت دراوُ سینہ حیرت عارِضن فریاد

اَدہ دوُسدارن اُورہ وُنم یارہ ہلم دار



غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب مہاراج گنج بازار سرینگر کشمیر

ہر علم و فن کی کتابیں سستی اور بارعایت ہم سے طلب کیجئے

# غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب مہاراج گنج بازار

شاخ مائسمہ بازار - رزیڈنسی روڈ امیرا کدل سرینگر کشمیر

مالکانِ کوہ نور پرنٹنگ پریس - رزیڈنسی روڈ - امیرا کدل سرینگر کشمیر کو یاد رکھیں



راقم: پیرزادہ محمد شریف
از کوہ نور پرنٹنگ پریس سرینگر